# ٹیوٚٹھ مۆدُر

(مزاحیہ شارٕ سۆمبرن)

اومکار ناتھ شبنم

کتابہ ہُند ناو:- ٹیوٹھ موٗدُر

مُصنف :- اومکارناتھ شبنم

موٗل :- پنٛژہ رۄپیہ

خوش نویس :- ولی محمد میر محمود آبادی۔

پریس :- ذوٗلو لیتھو ورکس سیاپوری دلی ۳۲

چھپنٕ وری: ۱۹۸۸ء

تعداد :- پانٛژہ ہتھ

سرورق :- عباس احمد

# ٹیوٹھ موٗدُر

پیٚنزِ نِس ہالِس ماجہِ ہیٚندِ ناو
یم مےٚ اڈٕ وَتہِ ترٛاوِتھ ژٕلۍ

اومکار ناتھ شبنم

# فہرس


| نمبر شمار | عنوان | | صفحہ نمبر |
|---|---|---|---|
| | زِ کنھۍ | | ۸ |
| | سَرنامہٕ | | ۱۰ |
| | رائے | | ۱۴ |
| | رائے | | ۱۶ |
| ۱۔ | سو | نظم | ۱۹ |
| ۲۔ | رُوانگنۍ، مَرزٕ وانگنۍ تہٕ بچھٕٹہٕ وانگنۍ | نظم | ۲۱ |
| ۳۔ | جَوابِ شکوہ | نظم | ۲۳ |
| ۴۔ | ایکڑ صاٸب | نظم | ۲۵ |
| ۵۔ | پی ژٕ ژھارَ کہ دِلبرو | نظم | ۲۷ |
| ۶۔ | ہَش نَتہٕ نوش | نظم | ۲۹ |
| ۷۔ | پیروڑی | | ۳۳ |
| ۸الف | ؤنے کیاہ | نظم | ۳۴ |
| ۸ب | موختصر نظم | | ۳۶ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۹- | اَکھاہ فیل اَکھاہ پاس | نظم | ۳۷ |
| ۱۰- | ڈُکھ | | ۳۹ |
| ۱۱- | چاٸِنر دبد یا میاٸِنر دبد | نظم | ۴۱ |
| ۱۲- | رُبابہٕ | | ۴۳ |
| ۱۳- | وُہراژ رَود | نظم | ۴۵ |
| ۱۴- | بَروائے متیٖو .... | نظم | ۴۶ |
| ۱۵- | ٹاٹھہٕ یارو | نظم | ۴۷ |
| ۱۶- | ژھل | غزل | ۴۹ |
| ۱۷- | طرحی غزل | | ۵۲ |
| ۱۸- | اَکھِتھ | نظم | ۵۳ |
| ۱۹- | آگرہو کھان ہنر گرژان | نظم | ۵۵ |
| ۲۰- | شکایت | | ۵۷ |
| ۲۱- | پیروڑی | | ۵۹ |
| ۲۲- | نسَریکھ | نظم | ۶۱ |
| ۲۳- | پیروڑی | | ۶۴ |
| ۲۴- | چھُمنہٕ تَوُے کامہٕ کارَس کُن تہٕ لگان دِل | نظم | ۶۶ |
| ۲۵- | میٖادو لگیو | نظم | ۶۸ |
| ۲۶- | تہٕ مُشکِل گوم | نظم | ۷۰ |
| ۲۷- | مزاحیہ غزل | | ۷۱ |
| ۲۸- | کاٸِگ | نظم | ۷۳ |
| ۲۹- | کُرسی | نظم | ۷۶ |

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۳۰- | سپھنڈ | نظم | ۷۷ |
| ۳۱- | خوړتہ ووړ | نظم | ۷۸ |
| ۳۲- | قرضہ | نظم | ۸۱ |
| ۳۳- | ہٹنڑ گرِ ووٹے بیتہ گرووٹے | " | ۸۲ |
| ۳۴- | لوٹھ | نظم | ۸۴ |
| ۳۵- | خیالی پلاو | مزاحیہ مثنوی | ۸۸ |
| ۳۶- | فریاد | مزاحیہ نظم | ۹۴ |

# زِ کتھ!

میٚ وٲنۍ دوٚنۍ اکہ پئٹھہ پنٕنہ ژٕری شعرو نان شعر وٕنتھ چھس بہٕ
نہ صرف پنٕن پان لوٚت ہیوٗہ محسوٗس کران بلکہ چھس پانہٕ تہٕ اسان تہٕ دوٚیمیو
تہٕ چھسکھ اسناوان۔

مِزاح یا ہیوٗمر (HUMOUR) چھُ زندگی ہُند توٗن تہٕ اَمہ روٗس
چھےٚ سارِے نعمژ بےٚ مزٕ بگرناوِتھ۔ عجب چھُ یہِ زِ موجوٗدٕ دورچہٕ ژلہٕ لارِ تہٕ مشینی
زندگی منٛز چھُ اَسُن دوٚہہ کھوتہٕ دوٚہہ کم تہٕ کامنی سپدان۔ اَدے چھےٚ مزاحیہ
اَدبچ اہمیت بیٚیہ ہِنہ برابر بڑان۔ پوٚز سارِی ہکن نہٕ مزاحیہ شعر وٕنتھ۔
اَمہِ خاطر گژھہِ اکھ مخصوٗص مزاز آسُن۔ اَمی مزازٕ منٛز چھےٚ اکھ خاص زبان
وہ پدان تہٕ اکھ سنبرِل یاوُژیل بھا نُپھلان یمہ زعفران زارن نسگہٕ وان تہٕ
پھوٗلراوان چھِ۔ میانین رفیقن تہٕ نقادن ہُندوٗن چھُ زِ بہٕ چھُس تِمن
باگہِ وانن منٛز شامِل یمن دِین بہِ مزازٕ بخشمت چھُ۔ بہٕ چھُس تِمن سارِنٕے
دوستن ہُند شُکر یہ اداکران یموٗ نہ صرف میانی حوصلہٕ دزناوی بلکہ میٚ
اَمہِ قسمچ شاعری کرنٕچ ترغیب تہٕ دِژ۔

یہ شارِ سوٚمبرن "ٹیوٗ کٹھ موٚڈر" چھےٚ میانی گوڈنچ کوٗشش۔ بہٕ
چھُس ریاستی کلچرل اکادمی ہُند احسان مند یمو یہٕ سوٚمبرن چھابنس منٛز میٚ
مالی رنگہٕ کم زیادٕ مدد کوٗر۔

بہٕ روزٕ جناب اوتار کرشن رہبر صابُن وزِ وزِ شُکر گزار یمو بیٚیمہ
کِتابہٕ ہُند سرنامہ لیکھنہٕ علاوٕ اَتھ ترتیب دِنس منٛز پننی مولی تہٕ نیک

مَشورٕ دِتھ مےٚ اَکھٕ شیٚنہلوو ۔ جناب عبدالاحد فرہاد تہٕ رفیق راز صاحبن تہٕ روزٕ مشکوٗر زِ تمو تہٕ بوٚو کِتابہِ مُتعلِق پننہِ پُر خلوص رائے تہٕ میٚون حوصلہٕ ڈَر وٗدکھ ۔

یَرَن والین ہُند تہٕ روزٕ سیٹھاہ شُکر گُذار یوٚدوَے تِم مےٚ پننیٚو تاثراتو سیتی آگاہ کرَن ؛

اومکار ناتھ شبنم
وچی ۔ پلووم ۔

# سفرنامہ

اومکار ناتھ شبنم چھُ تِمَن خوش نصیب شاعرَن منز شامِل یِہنْد
ناو لوٗکِ رِتھے یہِ احساس وۄتلان چھُ زِ وۄنۍ چھُ تِنْہنْد کلام لوٗکَن ہیٚمیٚک
دخل اَسنَس منز آسِہ۔ شبنم چھُ وُہرِ دۄیہِ ناجی، سیٹھاہ حلیم، اَسہٕ دُن
تہٕ خوش اخلاق۔

۱۹۴۷ء پیٹھٕ اَز تام آیہِ واریاہ مزاح نِگار مختلف دورَن منز مارکس
منز۔ مگر یِمَو چھُ یہِ زِ واریاہ چھِہ وۄنۍ لوٗرِ پاٹھۍ قلمس میل دِنِتھ بیٹھمٕتۍ
کیٚنْہہ چھِہ تِم ہِم تِمے پرانہِ کتھہ تِمی پرانی اَنداز بیٚنیٚہ تہٕ بیٚنیٚہ وَنان چھِہ تہٕ
مُحض بار والین ہنتۍ تُھکہ دِتھ موکھہ سفر جاری تھۄوِتھ چھِہ نیٚتین کیٚنْہترن
چھُ یہِ وَریا سوکم گوڈٕ پیٹھے نال وُلِتھ زِ تِم چھِہ یانہٕ زیادٕ آسان تہٕ لوٗکَن
والین چھِپنہٕ وۄٹھن ییٚتھے گُمجار تہٕ پھیران۔ تاہم چھِہ کیٚنْہہ ناو تِم یِمَن ہنتۍ
واریاہ دۄیمِد وابستہٕ چھِہ۔ تہٕ یِمَن ناوَن منز چھُ شبنم تہٕ شامِل۔

شبنم چھُ تِمَن طنز نِگارَن منز وابستہٕ یِم ساروے برونٹھہ پینہٕ ییٚس
پانَس تہٕ پنْنہٕ آسِنہٕ طنزک نِشانہٕ بناوان چھِہ۔ شاید اوٚ کینْزِ تِمر ہے
ہوٗل کوٗل تہٕ لگہِ پیٚٹرَن چھُ پانسے۔ ییٚس لگہِ تَس لگہِ سرکاری تہٕ کیٚنْہہ۔ یہِ
صوٗرت چھِہ ہَنا مشکل۔ اورٕ چ یورِ چ کتھہ پنْنِس پانَس ہنتۍ وابستہ
کرِنَس چھُ یہِ تہٕ فائدٕ زِ یہِ چھِہ دۄیمِس لوٗکَن خوش تہٕ کران تہٕ سہ

چھُہ وزھہِ وأنِجہِ داد تہٕ دِوان ۔ یِیَرن وول یا بوزَن وول چھُہ پأنٕ پانَس یِم پیٚنہٕ
زِندگی ہندِ اَنہٕ مُشرٕ وُچھتھ یِم پیٚنہٕ نی تجربہٕ زانان ۔
اُتہٕ چھُنہٕ وُہراٰز رُودُس تھکھ
اُتی تھےٚ صلہٕ ہا اُتی تھےٚ جنگ

•

یکہٕ نیٚمی تہٕ کرٕتھی لوٚد تہٕ سٮ۪دِن سٮ۪تی کریم گرزند
کرٕ شیو یٮ۪تھ بُتھی کھٔسجرٕ تہٕ شکٔن مشرٕ سو لوٚکہٕ ڈان چھُم

•

سأنکراٰز بیٹھ چھَم بَناوان لِسٹ سٮ۪ٹھاہ زیوٚٹھ
لول بران چھَم وَنے کیٚشاہ کھور چِھلان چھُم

•

بڑانِدکنہِ روٚس چھَمہٕ تہٕ یُیزٕ کِنہٕ شوٗب وونی ژوٗہِ ہشتہٕ زانہٕ
خانہٕ دار یِنہٕ دارِ کِنہٕ وۄنُس ترٕ چھُکہ اکھِتھ ونان

•

بیگمو مشرٕ بیگماہ لوٚزٕ میأنی ہش بے غم تہٕ کانٛہ
دوٚہہ دوہس آڈر چھےٚ بَدلان زَن سو حأکِم پأنے چھم

•

دِیدٕ رٔنہٕ گرزھہِ پانہٕ سِھَتہٕ ہن تٔس چھُہ ٹٔین شَن کیٚشاہ ؤنے
ہیوٚر تہٕ بون تٔس بون تہٕ ہیوٚر چھَک چھِچھم چھیٚم تہٕ چھَم

•

بگدٕتھن یوٚد ژھے تہٕ دانس ٹُل تہٕ بتہٕ لیتجہٕ وُگرٕ گوٚو
دوٗد اگر کینٛہہ یورٕ ونہٕ ہوس توٗرٕ دپہٕ پربکٕٹس چھِ کم

•

آسہِ چھُ روٗٹمُت نان میڈیکل دان ٹھوٗرٕ آہی روٗٹا ہ
ہیوٚچھُھتے ما آسہِ ہے پوٚز دید پننی نے آسہِ ہسم

•

آشِینی، آشہِ ہندی خواب، تہٕ ارمان، تمی سٕہنز ٹھُنکہٕ تہٕ شکوہ۔ گرٕہک لوہ لنگر، ہمسایہ نوشہٕ ہُنڈ ولوہار، فرسوٗدٕ رسمن تہٕ رِواجن آویزٕ روزُن، ٹلی مان کرٕنہ تہٕ دروجرک بازر بیترِ چھِ تم موضوع یمن اُندی اُندی شبنم سُندٕ مزاح زیادٕ تر ووتلان چھُ تہٕ کاڈکڈان چھُ۔

واریہ پڑتھ بانہٕ کھشیہٕ تابس تہٕ پتان روٗد
مالہٕ نیجہٕ ستہٕ راٗژ پٔنن بانژ ہہڈان چھُم

•

لین دینگ چارٹ کوٚر آسہِ خاندرٕ کرٕ دوہ ہیہٕ طے
نو تہٕ واراہ چیز باتھے از تہٕ کڈان چھُم

•

ٹیکنی ٹلی رلاوان چھِ کورِن کیتھن
بہ گژھہ نا رلاونہ ہشن تے نوشن

•

بانژ ہرگاہ زٕے تہٕ آسکھ لیکھہٕ ناوٕ سے کاہ
گھاٹ منشیا واتہٕ ہیوٚتے مام ونے کیاہ

شبنم سٕنٛدی موضوع چھِ عام زِندگی سٟتؠ تعلق تھاوان ۔ دٕچھِنؠ کھوچرِ
تہٕ خاص کرٕ گامی زِندگی سٟتؠ یوسہٕ ناہموٲری سہٕ دٕچھان چھُ سوسے
چھےٚ تمۍ سٕنٛزِ اَڈرِن تہٕ مواد، اُستادٕن چھُ سہٕ ہیٚنِتھ بوٚڈ مقصد ترانان یُسہٕ
چھُ پٮ۪نٛنِس کِتھ یِڑھان زِ اِنسان گوژھہ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن، کھتکالہِ ترٲوٕنی
مگر یہِ ہیوٚک نہٕ اُد تام کٲشرِ تہٕ کٲشُرِ مزاح نِگار کٔرِتھ۔ ساٮ۪ن مخصوص
حالاتن منٛز یُس مزاحیہ ادب ییٚتہِ گٔژھِ منٛز مختلف دورن تہٕ صورتن
منٛز یادٕ سید اَتھ منٛز ووٹلیوو تہٕ ہزل، ٹاکرٕ، طنزٕ، پھیچھ، لاگُن تہٕ
طنزُک عنصر زیادٕ ۔ اَتھ منٛز چھِ ٹیپر نہٕ تہٕ ترٕسی زرٕی تہٕ ریلیف
(RELIEF) یا راحت کم، یہِ صورت چھےٚ بانڈٕ پاتھرس منٛز تہٕ
کُنتی تہٕ لُڑی شاعرس منٛز تہٕ نہٕ یوٗ ہے رنگ چھُ ساٮ۪ن مزاح لیکھن والین
شاعرن ہٕنٛدِس کلاس منٛز تہٕ غالب ۔

سماجس منٛز نہٕ یوسہٕ بد صورتی تہٕ ناہموٲری یا عدمِ توازن موجود
چھُ شبنم چھُ اَتھ بیٹھ اَسان۔ سہٕ چھنہٕ ہرگز اکھ واعظ مبلغ یا انقلابی
بنِتھ پیچ کوشش کران۔ تٔس نہٕ چھُ امٕیُک شوق تہٕ نہٕ کانٛہہ پرواہ۔ بیٚیہ
ڈھنگہٕ حادثات نہٕ حادثات چھِ تمۍ سُند دِلہٕ گُزراوان تہٕ سہٕ چھُ اَتھ
ناہموٲری تہٕ بد صورتی لفظن ہٕنٛدِس قالبس منٛز جاے ژیران ۔ یوٚدوے شبنم
سُند دُنیا چھُ زیادٕ تنگ تہٕ محدود ۔ تمۍ سٕنٛز نظر چھےٚ عام زندگی ہٕندین
کیٚنٛژن طرفن پیٹھ مرکوز ۔ یوٗت یوت تمۍ سٕندین موضوعن منٛز رنگا رنگی
یِیہ تمۍ سٕندین تجربن منٛز زیادٕ زیادٕ سٔنر تہٕ وو گنٛتیار جاے لبہِ تیوٗت تیوٗت
ہُر تمۍ سٕندِس فنس آیہٕ ۔ ٹیوٚٹھ موٚدُر چھُ شبنم سُند ادبی سفرُک اکھ رٕتھ دُسلابہ
تہٕ سہٕ چھُ مرحبا ہُک مستحق ۔

اوتار کرشن رہبر
نرپرستان ۔ سرینگر ۔

۲۹ اپریل ۱۹۸۸ء

# رائے

کٔشیرِ منز چھِ بیتہٕ وَنہٕ حالات (سماجی، سیاسی) ناہموار رُودمٕتی تہٕ
اَز تہٕ چھےٚ صوٗرتِ حال سوے۔ یوٚدوَے کُنہِ لِسانی سماجس منز حالاتن ہٕندک
شِکار و گژھٕنہٕ تِتھہ سماجس شوٗب چھُنہٕ بخشان مگر اَمہِ سماجکس اکِس طنز نگارس
چھِ یِم حالات تخلیقی سَطحس پیٹھ بکار یوان، حالاتن ہٕند ناہموار بر چھُ طنز نگارس
سیٹھا راس یوان۔ او مکار نا تہٕ شبنم صابس تہٕ چھِ کٔشیرِ ہٕندی حالات سیٹھاہ
راس آمٕتی۔

شبنم چھُ بافی طنز نگارو نِشہٕ اکہِ لحاظہٕ بیوٚن تہٕ بدوٚن۔ یِم چھِنہٕ کانٛسہِ
نفرس یا شخصس طنزک نِشانہٕ بناوِتھ تَس آزار واتناوان، یِم چھِ پننِس
پالس رَنگہٕ رَنگہٕ ظاہر تہٕ پیش کٔرِتھ مختلف صوٗرتن منز پنُن پان طنزک
تہٕ زہر خندک نِشانہٕ بناوان۔ کہے آسہٕ ہٕند خاندار بنتھ، کہے شُرین
ہٕند مول بنتھ تہٕ کہے سماجک باعزت شہری بنتھ تہٕ گرا چھا اکھ شاعر بنتھ۔
شبنم صاب تہٕ چھُ پنُن اَوند پوٚکھ تہٕ ماحول صاف سُتھرٕ یژھان
کرُن۔ امِس تہٕ چھےٚ اَندی پکی خامیہ خامیہ دٔرِیٹھی کڑھان مگر یہٕ چھُنہٕ
دِلآزاری کٔرِتھ اَمیُک اِصلاح کرُن یژھان بلکہِ طنزکی نشتر تہٕ تیر
شکر آبس منز بوڈوِتھ سماجکین بیچھرن لایان۔ طنزگرِ صِہ مزاح چھِ
غِلافہِ منز آسُن تِبلی چھُ زیادٕ کارگر آسان۔ شبنم صاب چھُ یہِ حربہٕ
وَرتاونس منز وارِیاہس حدس تام کامیاب۔

لوٚت لوٚت تہٕ مُبہم مُبہم طنز چھُ وارِیاہس کالس تھچھِن تُلان۔

شبنم صاحب چھُہ اَتھ مالا درٕ عیس کُن رَواں دواں۔ یَمیُک کُنہٕ چھُہ یِہنْد طنز اِنتہائی وِزلیا باسان مگر سہٕ چھےٚ وو میدٕ زِ شبنم صاحب لَبن یِتہٕ اَتھ سہل نگاری ییٹھ جلداز جلد قوبو، تہٕ یمَن منز چھےٚ یہِ صلاحیت موجود۔ اَمِیُک آنداز ہیکو تُوہیہ یہٕ کتاب پرِتھ لگاوِتھ۔

رفیق راز

# رائے

کہِ لوکھ چھِ تنھی بحثہٕ بڈی آسان یمَن کتھ کرنَس یا پیٚرتَس پنُن
خاص انداز آسان چھُ تہٕ میٚلے چھِ ثنانہٕ ووگنان یہ یاوتھ کرنَس زمیٖنون دوس
اومکار ناتھ شبنم تہٕ چھُ یمہٕ وِ سے منٛزا کھ لیٖٹھد کلامہٕ بوزتھ شار سمجھن والین
کیاہ عام اِنسانن تہٕ کھٕر کھٕر روزان چھُ تہٕ یتھ زمانس منٛز اَسی روزان چھِ
اِنسان چھُ زندگی ہندین دو لابن منٛز تیتھہٕ کٔنی وُریپہ ہیٚنہٕ آمُت زِ
اَسِ نتہٕ رایہٕ چھیٚے نا یادٕ تہٕ اکثر مجلسن منٛز خاصکر مُشاعرن منٛز بیٚیلہٕ شاعر
کلامہٕ پران چھُ پرتھ کانٛہ چھُ لاگنہٕ یا ڈوبرتھ بیتہٕ پنُن زخمَن زبودوان۔
مگر بیٚیلہٕ اومکار ناتھ شبنم ووتھان چھُ لیر کانٛہ چھُ گرُس گرزھان پوز
گوو بی زُشہ تہٕ چھُ بیتہٕ نیٚنے زخمَن کرٲلی ٹکان۔ مگر مٹے وو٘ن گوڑے زِ
نَس چھُ کتھہٕ کرنک الگ تہٕ مُنفرِد انداز۔

مہراز لالس کہٕر تام دِس ووٚتھ سالبری ساساہ ہیتھ کھوٚت گام
کورِ سول بیچور کھیٚوون پھیکھا ہاون پننی شرافت

•

رَن آوٹ گیہِ نوشس تھیٚ ہتِ کٔر پٕرھیہِ دنَس کُڈ ٹھل
چھُمبہٕ تؤ سے کامہِ کارَس کنُ منٛے لگان دِل

کینہ زمانس منٛز چھُ اَسہِ وِ نہ شاعری ہند سیٹھاہ ضرورت بیاننچ
مو جود ییمہ ہندِین دریپانی و اُنسہِ ہندین عزاجیہ شاعرَن منٛز چھُ

شبنم سیٹھاہ اہم ۔ بیاکھ اکھ خوش قسمتی چھےٚ زِ اَمی ستر لفظن زاَمر تہٕ وَزناو چھُ نِشُٹھ بیٚہہ وُن تہٕ سہَل زِ اَکرِ لٹہِ بوٗزی ہٮ۪کہِ چھُ شار اَز بر گٔژھان تہٕ اوَسے چھُ اَمی سٔند کلامہٕ گامہٕ شہر لوکن زٮ۪و پیٹھ بیٚہِتھ ۔
شبنم چھُ کُنہِ کُنہِ پننہِ نظمہِ منز آخرس تام یا اَکھ پوٗرِ بنَد بوزِناوَنس تام شکس منز تھاوان تہٕ آخری شعر یا مصرعہٕ چھُ نمہٕ آیہٕ فِٹ کران زِ بوزَن وول یا پرَن وول چھُ زَننہٕ ہنگہِ منگہِ نیٚنٛدرِ منز ہشار گٔژھان ۔

اَچھِ مُژرُو چھہ وارِ بأ کھٹِتھ حورا چھس چھس ہیمِ
اَمے اکر لوٗلو مگر بئے گاڈ یو ڈوُ ناٹ مِی

•

بٕما ندِ کُنہِ روٗس چھمہٕ ٹیٚزی کِنہٕ شوٗب وونی ژُو ہیے بہٕ زانہہ خانہٕ دار بنہٕ دارِ کِنہٕ ووٗنس ژہ چھُکھہ اَکھِنز وَنان
(نظم اَکھِنز)

شبنم چھُ سماجی بِدعتن تہٕ خرافاتن وزَن دار پِل لایان مگر اندازِ چھُس زبر لایہٕ نکھ آسان تہٕ اَمی سٔندس اَسہٕ نُس پتہٕ چھےٚ سوچکہِ یا باکھ نیٚس بیٚتیمہِ دوزک المیہٕ چھُ ۔
شبنمس کرِ نہٕ بہٕ زیادہ تعریف تکیازِ سُہ چھُ میٚون قریبی رفیق بہٕ بیٚتیا تعریف تُس کرِ نہٕ پزٕ ھان چھِس تتھ منز روزِ حذبانن ہُشرِ لوسے یوٗدوَے شبنم نمہٕ کھوتہٕ زیادہٕ مستحق چھُ ؛

عبدالاحد فرہاد
صورہ ۔ سرینگر ۔

# سوہ

وَرناوِ سبزر زاشہِ تہٖ ہِزر گو زِ ہیڈان چھَم
ییٚکہٕ ہا زَمانس ستی تنچھَر ژٔننی سوٚ تلان چھَم
آنہٕ ناٹہٕ پاوائلی تہٖ وَنہِم چُھکھ زِ دیوائلی داس
ہیمہ ہاکھ وانگن ملرنہٕ شُکس لد مٔنے وَنان چھَم
ییٚکہٕ نیٚمی تہٕ کرٕ ہیٚمی بوٚد تہٖ سیٚدین ستی کریم گژند
کرٕ شیو ییٚتھ مُتھی کھشجہٕ تہٖ شکن منزسو بوطان چھَم
نَنہٕ وارِ یکان چھُس تہٖ سخت گال گرٕ ھال چھُس
کھور بانہٕ ژٹ ہیٚے لاگہٕ ووٚ ہوٚ ساس کڈان چھَم
مالیُن وَنس سنکھرن تہٖ وآرُبو ہنزنگ کرِ سشر
وآرِوِ وَنس ٹھُٹھرن تہٖ مالیُن کُن سوٚ ژلان چھَم
کھیٚبہٕ دان سنگترَ اوم دوٚد بوٚد زاشہِ تہٖ کھمبس تیٚر
بیٚبہٕ مرژِ وانگن ژیوٹ نُرن بھتہٕ کھیٚبہٕ تہٖ بلان چھَم
کوٚدِ کاکی آسن کاشہِ تہٖ دِیٚ بیوریس نہٕ مٔنے لُش زاشہِ
دے زاتہٕ آسن ژروشٹھ کنہٕ زلو کیٚبا زِ کلان چھَم
ییٚتھ چھُس نہٕ لَنڈی کنارٕ ملان چھَم سیٚٹھاہ غمخار
تیٚتھ چھَم سوٚ منزی منزی چال کران تال دگان چھَم

سانٛکرأٔژ بیٹھ چھُم بَناوان لِسٹ سیٹھا زیوٗٹھ
ژٕژ لوٗل بَران ہول سَران کھور چھلان چھُم
کَرِ ہا نہٕ شبنم ژٹِڈ آما پوٗز گیسٹ گیُم تَس عزتی
گناہ پھنٛکہِ ماران چھُم تہٕ گاہے ٹھنٛکہِ دِوان چھُم

# رُوانگُن، مَرزِ وانگُن تہٕ پھٹہٕ وانگُن

## [ پانہٕ وآنی ہمکلام ]

رُدآنگُن وَنان مَرزِ وانگنَس کُن :-

چَم رُشتہ طاقس اَکِس بیٹھ مرزِ وانگن لوٗٹ
تیپشہ نُلان پِرِتھ اَکِس زِیو بیٹھ کھٔستھ اَڈ زوٗٹ
اَکہ ٹُپچھرَ نے آسہِ ہے تَس کُس سَہ کرِ ہس زیوٗٹ
جائے چیشمَن منز مئے کرٕمَس نو تہٕ اَو سَنم لوٗٹ
شوبہ وُن رنگ میٖون اَمی تا پہٕ یاوِن کھوٗٹ
کاکہٕ صاحبَن کھیوٗو تہٕ تِرآوِن زیٹھہٕ زیٹھے شونگ
لول بوٗرُس سپاڈِ کاکن دآدی تورٕ رُوٗٹ

●

مَرزِ وانگن لوٗگُس وَنہٕ :-

آتھ نَسا چھُپہٕ نَشکہ کِہنے چھُے رنگ روباہ جان
گاڈٕ جارا چھُے تہٕ لاَجِنہٕ دوٗنی سٕے سٔتی مان
دازِ وانِ پرٕزہ تہٕ کوتاہ چھُس بہٕ ناناوار

میٲنہِ روٗس چھا گاڈٕ گنہٕ زانہٕ شنوٗب   تٔمی نیران
ییٚلہِ تہٕ روغن جوشن کھیپہِ تِے کٔڈ سو زلوٗ   ہیتہٕ ٹاس
وٕرٕ چھِیے بیگم جی تہٕ ژٕلان   موٗڈ گٔژھ ہان صاف
ہیٚیر شفاہ عبیداہ   چھِیے مناوان سو طبس پیٹھ
ییٚلہِ بخشس سیٚتی کھٔنیٚ بیٚرتہٕ دوٚہس لٔگی چھِیے پھکناوان

پھیٹہٕ وانگن چھ دوشوٗنی ۂند کلامہٕ
بوزٕ ہتہٕ دوٚن دوٚن پھلیٚن پیٹھ
دو شفان تہٕ ونان :-

جالسٲزی ہم تہٕ ہنتی سٲری چھ   ؤرتاوان
مٔرژہِ وانگن بیٚتیہٕ رُوانگن دال   گر ماوان
دین مذہب چھُم نہٕ چلو توہتہٕ چھُس سیکیولر
پرٛتھ بینس سیٚتی توٗرے چھُم   آن تٲنی جان
ہشہِ تہٕ یوان بأگرتہٕ وِزہٕ   وار ستیٚ ولیٚنار
نوشِ تہٕ دِیان آو بینس اُز مٔتے ہیتھر جان
ہیچہٕ ہو کھنا ویتھ ہیہٕ کوٗر ہُس مچہٕ اندر بند
ڈُنڈی وَندٔس لکھ چاوٕ تأوم تہٕ لیشہٕ ہاوتھ یان
آرہیو ژل کرتہٕ باہیتھ تہٕ ڈل کرِے ہم تاہ
چھُس بہٕ تیتہٕ کیٚنت چھیٚڈٕ وانگن مٔنڈِ کھارلن پان
دوہیو موکھٕ کانچہٕ اکھاہ یوٗد چورتہٕ گٔژھان زانہٕ
تاو میٚتوٗنے ہیٚنہٕ چھ فورن بوس لوٗتہٕ راوان

# جوابِ شکوہ

(خانہٕ دارِ بنہٕ ہشد خانہٕ دارس)

کوتا وَنے ویٚسی نار ترٛاوُن کوٚت ییوان چھُم
کُس توٚسس دو تھان چھُم تہٕ کوتاہ بوس گوٚبان چھُم
گاہے گژھِ ہیس ہوٚ ہیے بدل ریٚتہٕ واد ترٛاو بم ستیٚھ
گاہے ژُلیس کرِ تیوٚت ایہ پیوٚت کھران چھُم
وَنہٕ نے کرَ بم وَن وَن تہٕ وَنہم کوٚنہٕ وَ نان چھکھ
وَنہٕ سے تہٕ وَنہٕ سے نے شوٚبہ راوُن محفلہٕ ہبوان چھُم
وآریوچِہ پژھتہ بانہٕ کھشبہ نالیس تہٕ لِشان رُود
مالہِ رنجہٕ ستہٕ رأنتز یٔہن باز ہیٚڈان چھُم
ٹیٚوٚٹھ ژیٚھن سنہٕ پیوٚشت کھتھے بیوٚنتز چھُس گُملان
شش ژیٚھن آلہٕ کھنڈ ژنم کلہٕ دود تلان چھُم

وَ بیسے چھُ تمُس میثون تیوٗ ناہ سرٕبتھ یہ وَنے کیا

تےَ سے یوہ ہےَ مُشترٕ کُشرٕ کتھن ہیٹھ وُلی شہ گوٗلان چھُم

عاشقی تیثراہ زِ ژینڈُک کرٕ نہٕ خرچ پونڈ

نوزکی ییثراہ زِ میوٗ کھٹے میوٗ ٹھ کھوان چھُم

لین ڈینگ چارٹ[1] کوٗر اَسہِ خاندرکرِ دوٗ سہ ٹلے

توتہِ واراہ چیز باقے اَنہ تہٕ گڈان چھُم

بَرٕ ژاو وُچھن گژھیہ زِ یوٗ ٹی چھےٚ ڈیکس گینیز

گرٕ ژاو ٹکہ ارسانتھ آسن واد ٹلان چھُم

---

[1] CHART

# ایکٹر صاب

ایڈورٹایزاہ گو بیٹیلہ سِنح
لکھ گیہٖ چھپیہٖ ڈلی[1] پھٹیر کھ بر
افسر صابن کوٚر اعلان
پُیرٕ مُژ گژھہِ سوے آسنی لوٚر
اَدٕ گژھہِ تس ستی ٹیٹھر ڈیو[2]
پیٹھ کٔنی مُقرر گو تاریخ
مہرٕ ٹینہٕ ولیہٕ جوٚرِ یاہ تیٚمہٕ ستی
مہرازن گوٚڈ کھوشی آتھ پیٚن
گوڈون پوٚرمُت چھے گوٚناہ؟
ہشہٕ نوشہِ تاٚمس کیٚنژھ بیہ وار؟
پتٕرن ستی ژوٚیُخ ماہر تھۄ؟
گرٕسٕتا وُہنا کیٚنژھ درکار؟

افسر چھُ بنیو مُت کوٚٹ اکھ
بے نتہٕ بے زیٚنُن ایکٹر
شوکھُس میلن اُرت گژھہِ تانان
سُروِس کرٕ وٕنی آسنی کوٚر
گوڈٕ بیٹیلہ بیہِ تس انٹرویو[3]
سأری وأنتھ پیتیہٕ نزدیک
صاحبس فرینڈ[4] بیٚیہٕ فرینڈ نیاہ ستی
مہرٕ ٹینہٕ کرٕ ژمی بم کوسچن[5]
دوٚیمِس زامن شُد اوتاہ
پرتھ کأنسے ہنز تأبیا دار
وأنیوی گرٕ پرژھ ہٕدِم دٕتھ
شوٚباہ سشر ما کم گفتار

---

[1] جورہ ۔ [2] DUE [3] INTERVIEW
[4] FRIEND [5] QUESTION

داعَس باَیتھ چھاہ کیشتر ھا؟ — عقلاہ شکلاہ بیٹہٕ گنٛمڑھ گیاہ
فادر شُند کیشہٕ جی پی فنَشٹؤ؟ — نَفسَس بینہٕ نِس نفو مُت گنڈ

بڈہٕ بُڈی بَبہٕ سِتنٕ پیڑا پیرٹی؟ — دو یہ دو یہٕ اَنخہٕ کَس چھم آہی
ننگہٕ واہ زاٗنن میتھو نے فرینڈ؟ — واٗرو گرہٕ بیڑھ باسیم ٹرینڈ ۶
زانان چھو پیڑتھ فاشن پوٗر؟ — اَز مہراہ کو سہٕ اَمہٕ رژس گوٗر
فلمی باَتَس منٛز کُنہٕ تاکھ؟ — عَصٕ شیخنی شُرگی للہٕ پشدی واکھ
ہیاٗی شکل کٔرِتھ زَن باسان؟ — زوٗن تہٕ تارکھ سنخ مُشدِ چھان
تامنٛز گیہٕ محفل برخاست — ہیرِ و صاٗبن کوٗر دٔر خاسَس
دوٗہنس کرٗی وا تیلِہٕ تقرار — دوٗ بینس ذُری وا چھُو اِنکار

بِتھہٕ کٔنز دوشوے گَنٛڈ اکھ میچ ۵
ایکہ صاٗبس وسی ہیو کیچ ۵

•

---

ٹ ۶ TREND — ٹ ۵ MATCH

ٹ ۵ CATCH

# پیٖ ژٕ ژھارکھ دِلبرو

گاشس چَشمن ہُنٛد وَندَے ہرگاہ مٮ۪ژ یژارکھ دِلبرو
پیشکَش تیٖ تِ یہ تھاوَے پیٖ ژٕ ژھارکھ دِلبرو

بیٚلِ جوابے چھُے کرُن یکھ کرٛ حِسابے تیٚنِلِ مٮ۪ژ عزتی
رَشہٕ بہیٚ کھولُن تہٕ وُچھ کیٚاہ مٮ۪ژ دارکھ دِلبرو

چھانچھِ پوٚتِکی پاٹھی چھِکھ ژٕے زاشُرِس گٔنٛید ناکران
چھِکھ ژٕ تَشبلاوِنہٕ مٮ۪ژ ہاوان شاعِرٕ تارکھ دِلبرو

ہُمر اگر کوٚر زِل مصائِس یُمی تہٕ زَن کوٚر دالِ وَر
چھِے ژٕے ستھ دوٚی پادشاہ مٮ۪ژ تہٕ نے ژٕ مارکھ دِلبرو

ییٚلہِ تہٕ زاشہٕ نوٚوسوکٹھ لاگٕنہٕ ینیرٕامہٕ ڈبہٕ چانہٕ تٔلی
بسٔ تمیٚ وزِہ دارِ کِنہٕ تہٕ تہٕ آرٕمہٕ پھیشارٕکھ دِلبرو

دژس زٔگتہٕ قدراہ کری بیٚیہ ٹھٔزیہٕن نرقی لٔبکھ
ییٚلہٕ تہٕ حاکمِ بایہٕ دوہ دِشس ڈالی سارکھ دِلبرو

صُبحدم شبنم تھوان وتھرِتھ وٚتٔن چانہٕن چھُ یال
دوہلہِ چھےٚ روپوش ہٕوزِتھ ییہٕ سأے نٕرھارٕکھ دِلبرو

# ہَش تہِ نوش

گَہے زَن چھِ موٗدران تہٕ گا سہے ٹُھٹھان
اَکِس ہشہِ تہٕ نوشہِ ہُنٛد یوسہے داستان
ہشاہ اَکھ ؤ چھم سَخ کران دَم شُماری
مُشیرَم یارِ سوٗزِم نوشاہ تِژھہ سٔتی ڈالی
کَرِتھ رنٛگ روغن چھُ کرِتھ سورُمہٕ تاری
چھِمَا چھُم چھِمَا چھُم جنوٗبی شُمالی
وُنِس یوٗرِ کینٛہہ توٗرِ چھُم اَچھِ مُران
اَکِس ہشہِ تہٕ نوشہِ ہُنٛد یوسہے داستان
گَژھِم وانِس ہۄرِ سِتر سٔتی خدمت کران
ووٚمبر پیٚنٛشیا اَکھ سٔتی ووتُم رَچھیان
یِہ ملُے تو تِہِ بس تمی سِتنرِ دِژِسے کران
توٗسے ہیٚرِ بابن چھیٚپے ووڈ سَخ پھِران

مۆے ستھین مگر چھس نہ ذانگ رلان
اَکِس ہِتِہ تہ نوشہ ہِشد یوے ہے داستان

رۆ چھم دود تہ دانے مۆے زُشِٹھ ہیوہ تیتھو
تہ نیتھر کرِتھ تس یو تا متھ سے مۆے نیوو
تو تا متھ زشِے ماسہ ہتھ پھیُر تہ گوو
مۆے بروشہ کنہ کران وَنی چھ ڈ سکو[۱] تہ رۆو[۲]
سے وائنج چوان رتھ تہ ریتھہ ہتس گنڈان
اَکِس ہتِہ تہ نوشہ ہشد یوے ہے داستان

سہ اَنہ ہوَر روزوم دس بس دو ہے
ٹھو تھ تالہ پیٹھ نس پینہ از یو ہے
کران میانہ نفرت پھران چھس سوئے
نہ چھس میانہ شفقت نہ چھس میون بے
اوسے چھس بنان ہتس اوسے چھس ترو شان
اَکِس ہتِہ تہ نوشہ ہشد یوے ہے داستان

گہے چھس وَنان یکھ تہ ساعس گژھو
گراہ چھس وَنان از تہ مالس گژھو
کوکرہ بانگرِ بیرو تہ ستامس یموَ
مگر دید نہ ساسِتھ ہرگز رٹموَ
مۆے چھم ناو لِسٹس اندر تم ژٹان
اَکِس ہتِہ تہ نوشہ ہشد یوے ہے داستان

---

۱ ہدکہ ۲ ہ رؤف

وُچھِتھ میم صاحب چھہِ پکِچر یِوان
سِنٛدۍ بڑو شہِ کنہِ بہِنتھ واڑِ پارم کران
گژھتھ بھوٗل کاُسٕشر چھےٚ فورن ہیوان
بہِتھ ژھایہِ ہوٗل ناڑِ پھُلہِ ہِتھ کھیوان
یوان آب اَسہِ منٛزٕ چھُم دِل بژمان
اَکِس ہتھہِ تہِ نوشہِ ہُندیوٕ ہے داستان

یہِ اَسِیس یِہ ہتھرِ پَنٛنہِ نیش زانہِ دُران
تہِ اَسِیس تمِس نِقی ہمتس کتھ کران
نہ ٹیلیہِ بمُن زانہِ نہِ ڈلیہِ تُلان
گُرِنٛز پھُلو وُشنر لیسہِ خالِص کھیوان
مگر تو تہِ اَسِم دوہے مٕشتھ بُزان
اَکِس ہتھرِ تہِ نوشہِ ہُند یوٕ ہے داستان

اَکِس اکھ رُتۍ چھکہِ تہِ میوٗنڈ زانہِ وسان
مُشِتھ بوے بیٹھنہِ موج نٮ۪ دید گژھان
سو اٮ۪کھ واو جا ییلہِ مُدے دِتھ بہان
سِنِس نوٗن تژاوُن چھےٚ مُشہِ تھے گژھان
عجو چھم کڈان چھُس بہ کیس ہیوٗ کران
اَکِس ہتھرِ تہِ نوشہِ ہُندیوٕ ہے داستان

اٮ۪کِنٛزٕ ٹلہِ زلاوان چھِہ کورین کٹھن
تہِ گژھتھ نما زلاوِنہِ ہشن نٕلے نوشن

اَدے ماے آسبکھ نہ ہرگزہ مَشَن
تیّلے ماجہِ مُتراوہَن گشتہ ڈ دَشتن

تہ بیتّہِ آسہ ہِن سکھ اُکس اُکھ رَ چھال
اُکس ہتہِ تہ نوشتہُ ہشدیو ئے داستان

•

# پیروڑی

## (لالہ میثون مشترشالہ مارن سنتی یارن آسہ ما)

(مہجور)

"معذرت تہ سان"

میثون دلبر اَز ستے ڈیفتہ گڑاپہ ماران آسہ ما
میاٗنی نیتہ نتی تال وچھیتے زعالہ مارن آسہ ما

عشقہ بازی چھے سیکیولر[له] مسوسے چھس ونی دوان
تیتر پریشان چھس کھتیمر گلفام ڈارن آسہ ما

گوگجہ کھتیجہ بیٹھ گئے مٹاڈورش[ته] رکن گوو نالہ مشر
نالہ بیٹھ نس کھار بتر تمی بالہ یارن آسہ ما

ہسپتالس مشر چھُہ ڈوٗلمت دایہ لوزم واے کھور
دایہ نار سے تس گُتل کوٗر مُشت بیمارن آسہ ما

بابہ میثول مشر تابہ کرائن دانتہ وائن آسہ ما
آبہ پاپس چاے ہتہ چکہ چاوٗ بیڑارن آسہ ما

•

---

له SCULAR   ته MATADOR

# وَنے کیشاہ

کیتی گو تکھ چاؤ ناؤ تھ
جام وَنے کیشاہ

کڑ لیشہ ون تھوؤ تھس مگر
آرَ تام وَنے کیشاہ

باگز یوُ دوَسے آسیہ ہم زِرے
لیٹکھ ناوَسے کلہ

گھاٹ منشیا وانہ میونے
مام وَنے کیشاہ

ماجہ کورلو شیری کو نکل
گوُو سیتس رکھہ وال

خسانہ دارن کولیہ ستُشبر
گام وَنے کیشاہ

عاشقی شوَ بان کہزی لنثر
بازری گارس بس

نالہ بیٹھ لیس آسیہ نا پان
تزام وَنے کیشاہ

# مۄختصر نظم

تہٕ بیتہٕ دۄ تھ لُڑکہٕ لُڑکی کُن

کیاٗ چھُوٚ یِرادٕ

پکوٚ پِکچر وُچھو

یژاٗنۍ پاٹھی

میاٗنۍ ٹاٹھی

کارنَرَ چَین یُتترہ مین سیٹَن بیٹھ

تہٕ ہَرگاہ تِمہٕ سیٹہٕ آکیوٗپائیڈ[1] آسَن ؟

ٹُڑکی وۄنُس

آسی تَن

تیٚلہِ وُچھو اَز پِکچر

---

[1] آکوٗپائیڈ OCCUPIED

# آکھاہ فیل آکھاہ پاس

(فیل گومُت پاس گامُت ہنٛدِس کُنِ وَنان)

بُلی کتھ کُیٚت بے زَنمس آس — آکھاہ فیل آکھاہ پاس
بۄ چھُس عام تہٕ چھُکھ خاص — آکھاہ فیل آکھاہ پاس
پٔڑِتھ دِتُم اِمتحان — مےٚ ما اوسُم کھۄرُون پان
مُنیفہٕ تہٕ اَسہٕ نیٚتھیے دٔراس — آکھاہ فیل آکھاہ پاس
ترٕنیٚے کھبوتھ پانس نابَد نوٚٹ — مےٚ کھیٚیہ آلہٕ تہٕ آنچار لوٚٹ
دۄنی کتھ حالس گژھہِ ہیس ٹاس — آکھاہ فیل آکھاہ پاس
مےٚ نا لگان دِپے دۄنی — ہیٚارِ بُنگرے نَرِین شرٛونی
پیارِ جھنبکھ ناپہٕ ٹھاس — آکھاہ فیل آکھاہ پاس
سینٛی نجوم گاپڈ تنہٕ ڈان — شایدٕ چھُم تتھ پیٚتہٕ ٹیٚے پان
سیتو زیرو نبٹا سماس — آکھاہ فیل آکھاہ پاس
عشقس منٛز چھُم پر بکٕس جان — تتھی ہیٚے لگہِ ہیٚے اِمتحان
بۄ تہٕ کرہٕ تیٚلہِ ایم اے پاس — آکھاہ فیل آکھاہ پاس

بَنِخہ ہاگوّو ووڑ بَدے ڈاس — کلہ کڑ بہہ نے یوت گڑھان پاس
بیٹیہ چھَے اَنان فُس کلاس — اَکھاہ فیل اَکھاہ پاس
چھُنا صلاح پِہِ نے پڑ ژَھو — ہَتہ بی آسہ وُتی تو کتیاہ کَرو
توہِر کِنتہ کُنڑ جیٖو کَران گڑاس — اکھاہ فیل اَکھاہ پاس

وَتہ یَکہ پوڑ آس گِلاہ خاص
بارَن اُکی کوّر ڈیارَن ڈاس
بیتو دڑا یَس پَیتہ نی ماس
اَکھاہ فیل اکھاہ پاس

# ٹُکھ

(الف)

ٹینٹھزی آسی دَندَن کھُہرن دِوان

ہیتھے بُتھِ اوس یوان گژ یوٗس

رَتھاہ آسِس ژٕ ہتھ نِوان

لاگان آسِس سِیاہ چوٗس

(ب)

متے پانَس گوٗژھ دوہے ووٗ سوٗٹھ آسُن

نہ کرنے کارِ باراہ زِلوٗسٹھ آسُن

خرچ کیٛنہ گوٗژھ نہٕ سیٛدُن رَژھ تہ شوکُھس

مگر کھین چین سٕہ گوٗژھ سَخ میوٗٹھ آسُن

(ج)

وُچھِم کُس گاڑِ منٛز موٗٹ دژوٗٹ جامہ

کرُان نَچیہ ماجہِ کُن وَس لبٲنہ عرضاہ

اوٗور لوٗڑٕ س اَندر حَض چھُس یہ تھوٗکمُت

دو ٹھکہ ناترِ یے متے تراوکھ سیٹھ لِلّٰہ

(د)

گرِس منٛز چھم ژُنیاہ زبَر
بہٕ کیاہ تھپکےٚ سونےٚ سون
ٹیٹھنےٚ زانہٕ چھس آسان ٹیبر
ٹیٹھنےٚ دگان شٔرِن دون

(ر)

بہٕ چھس لوکُٹ تہٕ کیاہ پتاہ
بہٕ کتھہٕ وُنِم پیٹھٕ ٹاٹھو
اَگہ اسی کھِوان رَسدار کھتاہ
بیٛیہ اسی زُورِ نوان واٹِس[1]

(ڑ)

یُتھ کالی نوشہٕ چھ دانس تَل
بیشارلو بیٛیلہٕ کٔر واراہ گیر
تَس دُز وآرِنچ لآیِن ترٛیلی
ہتہ پھٹ وَشفن مٔنٛزِ کلہٕ ہیر

•

---

[1] واٹی VOTES

# چانٛز دید یا میانٛز دید

ژوٚرِ نظراہ تٔژ اوتَم
دوٚن جُدأیی بولُو سِتَم
دود ہُیتھ ہیوٚہ زانہِ یَس
چون دِل یا میٚون دِل

رُمہ ریٚشُن لگی نَژنے آے
یوٚشی نَے سأے میانٛز ملے
کاشہٕ اکھاہ وُچھی تَن بہار
چانٛز دید یا میانٛز دید

دوٚرِ روزُن ما ذرے
وَن قسم کُمہ شُد کرے
اَکھ قسم ہاوِتھ ہیکَے
چانٛز دزِے یا میانٛز دزِے

دُزی بہِس کتھہ کیٚت بہٕ آس
نَے چھپَے یو پیہ نَے کانہہ ہٹے ماس
کَس کران نیکہٕ صٔرٕ چھہٕ غراس
چون بَب یا میٚون بَب

کاثہ کران سائلاہ ہنس
کاثہ کرال کُنڈی مُج غمس
گرثھ دِیہ دُنیاہ وُنی فنا
چپائی کنز یا میائی کنز

بتاکھ بیٔے سُند دود کیشاہ
زانہِ سے یس گدرِ زاشہ
ٹلی چھُ گوشت زُو فنا
چون گوو یا میثون گوو

# رُبایہٕ

(۱)

بَھتا تۄت تۄت تہٕ مُشری ٹیٖٹھۍ دام آسُن
کٔشِنہٕ لَس تاڑِ پھۄل صُبحٕ شام آسُن
یِمَن یتھَن بجَن اَز وَتہٕ راٹھن
کتھاہ وۄنہٕ نَس ییٚن گوٚژھ مام آسُن

(۲)

دَربان اُس اُدی آدی سِتھٕن تہٕ موکلیٖوم
تشُنٛٹھے وُژھ تالہٕ زاوِج زٕیُن تہٕ سَیدیوم
لوٚرِم راتس حُمدتس ذاتِ پاکس
شَما وارَس تیتو نگل تہٕ راوُن تہٕ موکلیٖوم

(۳)

سو ندر مالے اُکِس لوگ دَب ڈوٗلُس روے
ہیپی صاحبن کوٚڑُس زر لوٚپ یٔتُر نَس سیوے
بیٚٹھے تمہِ کُڑ سَنڈال دُگی نَس منڈل کھانٹُر
ووٗلُس تمہٕ مُشتنڈن ووِ حَض چھِپے بوے

(۴)

وَلہٕ مردن چھیٚ ژھاوِ لی مۆن فاشن
زنانن چھیٚ تھَوُن نوٚن نوٚن فاشن
گرٛ ڈھان نوشہِ اوس تیٚلہِ دُژے یا ہُہرٕ ستی
چھُہ اَز کل ہِشی ڈُین تَس رۆن فاشن

(۵)

لَگان تژٕنہِ کانگرے چھَم ساڈٕ کُنتوٗہ
زُکامَس ریٹ لُج اکھ ہَتھ زٕ تووٗہ
ہِچھگن مِیٚتر کھارِ ہٕژ چھَم بالہِ یارن
مِنٛگن آسس بِچارس ما گوٚمُت شُہہ

(۶)

گرٛ ڈھان ییٚلہِ کاٗنسہِ حضرت طالِبَس وَر
کران تھُہنْدِ سَس یُزَس تیٚلہِ کُس چھُ بادَر
تَگان یَس حیا پُراہ بیٚٹِہ چھِچھ گرٛزی یاہ
بَیان نُمرِ سندی چھہِ پیٚلی راد تےٚ نَظر

# وُہرآژ رؤد

پتہ ییٹلِ لوّت لوّت ووّتھ اَدِ جنگ
ڈُسی ڈُسی ہیپو بُسِ نیوٗ مُت ٹھگ
پُڑھ ییٹلِ وُچھِ شُے حسِیَے حال
ژوّل یوّت کھورے گو دِل تنگ
مےّ تِہ پھر شا ہمتھ دُشمکھ ژھین
مےّ تِہ پھٹ نخقَس پہکس مثنگ
اَنتِہ چھُنِہ وُہراژ رؤدسں تھکھ
اُتر شھے صلہ ہاٗ اُتی سے تھے جنگ
یژاَرِو ساٗ یژاَ رِو دا جَسں
کھاَرِو یانے یا نتَس زنگ
کاٗژاہ ڈولات ہاٗ شتر گلبو
کیتن سھُٹر اوان تَبر ہنگ
کینترِو نیتھہ نوو اَنہ ہوٗر یان
ژوٗر کھوڈسں بیٹھ کھاٗلیتھ ٹھنگ
ٹرینگِ ہا یین سوزِ نی سشُری
جباٗری ہرگاہ روزِن کھڑنگ
ھوگنِں خصلت شِورسے شور
نُس تژہ خصلت یِیں ٹیٗتھ سنگ

●

# پرواے متیو...

چھے ہال گمُت زنبورَن ہتھ بیتیہ ناٹن تے گوشتابَن ہتھ
گرِ وَنیتَم کیتھ کُنی سالہٕ آ[1] نشتھ ژتٕ چھمنہٕ لگے نیٹھ جاے متیو

بیتنہٕ ژھٹ آز گُڈٕ مٕتر کلہٕ لوگن پترتھ پٕزرس بیتنٕ چھی ٹوپ کانسی
کَس رٔود لوَر تَیتھ ستمارس بیتنٕ ایمانس پھُٹ لاے متیو

ہُہ چھُ ڈاکٹر صاباہ ترمی چھس ہُہ چھُ کمپوٗنڈر تیزگرمی چھس
ہُہ تہٕ خدمتگار ناراہیوٗہ ہو ترِ دٕہ ترٛاوان آکھ داے متیو

بیتنہٕ رسمَن سنگ دٔپن پراٗنی کتھاہ بیتنہٕ رشوت ہیوٗن دُپن ذاتی کتھا
بیتنہٕ انکریمنٹ نتہٕ دٔہ آسن نتہٕ دِنی گرتھ ہتھ ترِ ہیگن جاے متیو

گرتھ صاحبس نش دوٗدٕ کھور چھیلس گرتھ پان وندس چھُنے نونٕ تتھٕ چھے
تسیلہٕ ترقی بنہٕ بیتیہ سوزُس ییلہٕ بیتلہٕ لوٗٹھی افسر باے متیو

چھے شبنم آمت شعراہ ہیتھ آسہٕ نک گنڈہٕ نگ لوکچار ہیتھ
تسیلہٕ ترٛاو کھو چرو ولہٕ محفلہٕ منز بیتنہٕ پٕزرس چھپنہٕ پرواے متیو

---

[1] INCREAMENT

# ٹاٹھہِ یارو!

ٹاٹھہِ یارو ہاے جگرَس مشر کھٹِتھ ژٕرسے تھاوِ ہتھ
ستھرٕ ییتھ پیترٕ نِس دِلَس کیتھہٕ تار ییتہٕ کرٕ ناوِ ہتھ
اُمی ژٕ قیمتن سال کوٚر نَے سبقٕ ترٕٹے روٚ نہٕ تریٹہٕ ہاکھ
دِلبراہ کیا سون ییترٕ ہے کم دمولو کھیاوِ ہتھ
یوٚد نہٕ نیتہٕ کھسہٕ ہی ییکارَس بدلہٕ کرٕ ہے انتظام
یٚڈ بھرِتھ کٔشس بسر گو گجن ہشد رسا اکھ چاوِ ہتھ
بیتہٕ ترٕ ہر گاہ باسہٕ ہی گہرٕوٹ تہٕ میادس بار ہیوہ
نوٚت بیہن ژھوٚر حیایہ پیالا اکھ بہٕ ٹیوٚٹھ ٹیوٚٹھ چاوِ ہتھ
کھیاوِ ہتھ بازری زوٚ تاہ بیتہٕ چاوِ ہتھ دوٚد گوٚڈ قند
میٚڈ تہٕ میادس ٹھول تلِتھ گگرایہ کم کرٕ ناوِ ہتھ
شانٛش بلغم دوٚر گژھہٕ ہی تیٚز نفٕ ژٕلہٕ ہی نہٕ زاشہٕ
لورِ ییٹھ یکہٕ ناوِ ہتھ بینہٕ نِس حکیمس ہاوِ ہتھ
ییلہٕ شہ میٚڈ دادِس ژٕ ٹیے کرٕ ہی میادٕ دادٕ یک ٹھوٚد علاج
سون ژٕن تسر یکہ کرٕ تکھ کسنہٕ ییکہٕ کرٕ ناوِ ہتھ

یُڈ فرق سپدِ تھ بہ رٕنہٕ ہے ٹیٹھ یہٕن وانگن ہٹا
گوگجہِ ہاکھا مرٔز وانگن کورمہٕ لاگیتھ کھیتاوِتھ
یِنہٕ گرٕ گوشناب کھیتھ آسی ژٕٹے موکھمت مال ہیوٚہ
میانہٕ گرِ مو تنگہٕ دالہِ ہشد اکھ آب گو شا چاوِتھ
یٔیلہِ وُچھتھ زانہٕ چارسولیس بیٹھ تہٕ چھم بلی چُک گرٕڈھان
یِم کٔنوٚ پیٹھی زُلفِ پیچان لون یہٕن کھوٚناوِتھ
چھم مئے کوٚرمت چانہٕ چانے نانہٕ ہشد چھم تتھ قسم
بانسہٕ ہی چھس ماسہٕ لیش یٔیلہِ گاسہٕ گیٖنجہٕ گنڈناوِتھ

# ژہل

بہ اوسُس ماجہ مالِس ٹوٹھ اولاد
تو یے اوسُم نہ روزان زانہہ سبق یاد
کوُرم لو کٹین بڈٕ بن وادس دو ہیے واد
بڈٕ نھ بے کار ییپیوٗر سُس کَرُری میٔے فریاد
کنو کرُ ہم چھٹی فِکرو کوُرُوس زوٗر
اگر بوُزِو سے میٔے کیا پتہٕ آخرس کوٗر

تُجام یم دردِ لو بیتہٕ نیٖتھر چ کتھ
اماہ بکامنسی نسا گئ ساۓ نہٕ زانہہ وتھ
لو تام نژاوم اوٗوَر ایچی اندر لتھ
ممشرِم یار لو تہٕ کھیتو ہم ساس باہ شتھ
تہٕ یژتھ اکی لو ٹلی انکار ییلہ کوٗر
اگر بوزِو میٔے کیا پتہٕ آخرس کوٗر

دو لہ سیدِ لو تہٕ بالس آو اکھ زوٗن
کو کرُ پوتاہ کٔسِتھ تس کالہ چَن روٗن
کنس نل تمُ ببس پیتہ نو سنجہ اکھ ووٗن
دوٗپن پیتہ راز تا متھ کاشہ گڈو نوٗن
بتہٕنو ببو چھو شُکرانہ ہیوہ پوٗر
اگر بوزِد میٔے کیا پتہٕ آخرس کوٗر

